# گوڈ کتھ

تُہندِین اَتھن منز گوڈنچ لیلایہ سوٚمبرن سمرپت کرِتھ چھس

بہٕ بڈٕ اُلساہت ۔ یہ چھ بکھتی مارگچ سادھنایہ منز میانٛی گوڈنچ آہوتی

داہوت) "لوٕ ہٕرٕ پرو" لیلا سوٚمبرن منز چھےٚ اکُوہ (۲۱) لیلایہ شامِل کرنہٕ

آمژٕ ۔ یتھ سوٚمبرنہٕ منز چھےٚ دوٚشوٚنی رسم الخطن (دیوناگری تہٕ نستالیق ہُشد

اِستمال کرنہٕ آمُت)۔

جلاۓ وطنی ہندِس یتھ دورس منز ییلہِ ماجہِ زلوٕ کاشُرٕ زٕشھراوِنچ

کتھ بڑوہنہٕ کُن آیہٕ اتھ منز کرٕ دیوناگری رسم الخطن اکھ اہم بومِکا ادا ۔ وارِیاہ

کِتابہٕ گییہٕ اتھ زبانۍ منز چھاپ ۔ کشیرِ منز آس ماترٕشکتی دیوناگری زبانۍ ہشد

اِستمال کران ۔

ییلہِ ۱۹۹۰ منز کشیر اَسہِ لِش زھینہٕ گییہٕ تہٕ پنہٕ نِس مُلکس منز

گُیہٕ بے گرِتہ اَسہِ نیو دیجہِ پارِین منز شرن تہٕ کیشہہ لگی وانگجہ وارس ۔ ریفوجین

ہندِی بائیٹھی لگی زِندگی گزارنہٕ ۔ میانٛی پرِوارن نیو ریفوجی کیمپ نگروٹہ ہس

منز شرن ۔ اتھ دوران میٛول مےٚ ستا جس منز تہٕ کام کرنک موقعہ ۔ جلاۓ

وطنی ہندِس دورس منز بڈے یہ مےٚ لیکھنس منز تہٕ دِلچسپی ۔ مےٚ لوگ

کأشرِس تہٕ بیٛیہٕ ہیشِلِیس منٛز لیکھُن ۔ یہِ لیٖلا سوٚمبرن چھ کأشرِس منٛز میأنٛز گوڈنِچ کوٗشِش ۔

گر گرہستی ہٕنٛز ناو ہیٚنکہٕ تا نہٕ بہٕ بُرونٛہہ پکہٕ ناوِتھ یوٚدوے برنھا برج ناتھ پنڈِتا مےٚ اَتھہٕ روٚٹ کرتان نہٕ ۔ تمو دِژ مےٚ برونٛہہ پکنٕچ ہِمت ۔ مےٚ چھ یہ لیلا سوٚمبرن ماجہِ تہٕ مأبی شٕندِس یادس منٛز سمرپت کرمُت یمو بہٕ زِندِ روزنکہٕ آدرش ہیچھناوِہس تہٕ جان سنسکار دِتہم ۔

یہِ چھ مِیانہ خاطرٕ سیٚٹھاہ خوشی ہٕنٛز کتھ زِ اَتھ لیلا سوٚمبرنہِ منٛز میوٗل مےٚ ہِندی تہٕ کأشرِکی بڈِ پایکی شأیر پروفیسر پرتھوی ناتھ مدُپ تہٕ کأشرٕ نامور ادیب شری موہن لال آش سٕنٛد آشرواد ۔ نستالیق لِپی منٛز کِتابت کرنہٕ خاطرٕ چھس بہٕ شأیر بی ۔ این ۔ اِبلاش سٕنٛز سیٚٹھاہ شُکر گُذار ۔

یہِ کِتاب چھاپ لُس منٛز تہٕ مےٚ رہبری کرنَس منٛز یُس سہیوگ شأیر تہٕ پترکار مہاراج کرشن بھرت جین دِیت تمِن تہٕ چھس بہٕ شُکرانہٕ کران ۔ یہِ سوٚمبرن پرن والین ادیبن ، لِکھارین ، نقادن ہنٛدِ مولی ردِ عملک روزِ مےٚ سیٚٹھاہ اِنتظار ۔ بہٕ چھس پننہِ گرپریوارٕچ شُکر گُذار یِہنٛد سہیوگہ سعتی واتِژ میأنٛز یہ کام اَنٛد ۔

پنڈت سنتوش پریرنا

# زٕ لفظ

لو کچارس چھُم پتا جینٕہِ زٕلوِ بوزمُت زٕ ییٚہ اوس اکھ بٹا اکھ۔
یہ اوس پٔرتھ زوٗنہٕ پچھہٕ أتھُم کٕمہِ تام دوٗرِ گامہٕ پیٹھٕ تُل مُل واتان تہٕ اَتہِ راتس پنچتوی ہُنٛد پاٹھ اَشی ٹاٹرِ بُرتھ بٹِہ ہٕٹہِ کران۔ اکہِ أتھُم ووت اوٗت اکھ سنسکرِت زانن وول بٹا تہِ۔ اُمی بینٛلہِ اُمس بٹہٕ سُنٛد پاٹھ بوٗزٕ ییٚہ گوٚو اُمس برونٛہہ کُن تہٕ بٹِہ ہٕٹہِ ووٗن نس .... ہے، سوٗرے چھُکھ غلط پران۔ گوڈٕ ہیچھ سنسکرت پرُن پتہٕ آس پاٹھ کران۔ یہ بوٗزِتھ گو پاٹھ کرن وول بٹہٕ ۂے بُنگہٕ، جواب دِتُن نہٕ کینٛہہ نہٕ پاٹھ روٗد کران۔

یہ سنسکرت زانن وول بٹہٕ ژاو ماجہ بھوانہِ بوٗزا کٔرتھ تہٕ پردِکھِن دِتھ سوامی بال جی کاو مہاراجس نِش یِم تُل مُلہِ امرتھ کوٗنڈکِہ احاطہٕ نمبر ماجہِ ہندِ لوِ یادوٗ طرفہٕ دھرم سالہِ منٛز روٗزِتھ آسی، یُتھے یہ بٹہٕ برٕ ژاو، سوامی جین وٗلس بُتھ پھرِتھ..... ہے ژٕ ئے کیاہ بنیوٗ ے پالٕس منٛز کوٗرتھ اَمِس ٹکھتِس کھینچل۔ ماجہ بھوانہِ چھُہ اُمی سُنٛد ییتھے پاٹھی پاٹھ کرُن سیٹھا خوش لِوان۔ اُمِس چھُہ یہ ٹکھتی سیٹھاہ لوٗتھ..... بٹہٕ گو شرمندہٕ تہٕ ژھِننُن کلہٕ بوٗن کُن۔

ٹکھتی منز چھُ ٹکھتہِ باو سرس اسان ۔ ٹکھتی شاعری پرکھاو نہٕ وِزِ چھےٚ گوڈُ ٹکھتہِ باو تھاوُن تہٕ پتہٕ شاعری ہندی باقی لوٲزمات وُنہِ کڈُنی ۔ یوہے ہے چھُ لیلا تہٕ باقی شاعری منز فرق ۔ ٹکھتی گیہ دٔلیس پتھ دیوانگی تہٕ جنونہٕ کِہ ہِ اپور پھلوا گژھن ۔ ٹکھتی گیہ ایشورس پوشپہ کِہ گِتھ کرنی ، دٔیہ ہندِس لولہ سٕدرس منز کلہٕ نٹہٕ بِہن ، پان مُشرتھ تُسی جانانہٕ ہنز کل تھونی ، بے کار گژھن زِ یہ گژھ ناٹم سے گاشہِ اگرس ہتی لے ۔

شریمتی سنتوش پنڈتہ پتہٕ پتھ لیلا سوٚمبرنہٕ منز چھےٚ یمی ہنز ٹکھتی تھٹہٕ ماران ، یہ چھےٚ ایشور سٕنٛد درشُن کرنہٕ باپتھ بے قرار بنان ۔

اوٚش وسان پھِم دارِ دارے ویرِ جانے ایشرو
روز تم نیتھ سینہٕ سے منز ہی سدا شوست گو رو
اسہِ دُن موکھ میتہِ باوتم زوٗنہِ تھٕلہِ ہم گروٗنیے
ییتہٕ دلبرو گرہ سونےٚ دِل پھولہِ ہے میثونیے ۔ صفہ نمبر ۳ ۔

تہٕ

دِم مےٚ ژرن تل چھپن جاے ماٰجے
ییتہٕ کرہے لوٗلہ میتہٕ لاے ماٰجے ۔ صفہ نمبر ۱۱ ۔

سنتوش جیُن مہاورہٕ تہٕ لفظہٕ ژارِ چھےٚ باقے لیلا کو تاپرنش ہنا بیٖنون ۔ اُمی سٕنٛزِ لفظہٕ ژار پیٹھ چھُ تمہٕ جایہٕ ہُنٛد اثر پیٚتہِ پیٹھہٕ یہ کشیر منز چھےٚ آمتر تہٕ یہ چھُ سیٹھاہ واجب ۔

ییٚمہِ کِتابہِ ہیٚنٛدِ خاطرٕ چھُ سنتوش جییَس سیٹھاہ مُبارک ، وومید چھیم یہِ
ہھاوِ لیکھُن تہٕ پرُن جاری ، دَے دِ نَس ہُمنُن ہُرہُر تہٕ زوٗر زوٗر لول ۔

پرتھوی ناتھ مدُپ
اُدم نگر ۔ جموٗں

# مہاآلٕ وٕژار

سنتوش جی چھ بھاونایہ ہنٛدِس بنٛدرابنس منٛز ٹکھتی بھاوک راسہ منٛڈل لاگیتھ شُنیہ منٛز سہز بھاوچہ پھوٚنہِ ژاآرِتھ آمٕہ سوروٚبس ژاآری ژاآری آرپن کران ۔

اُمِس چھُنہ پوگنی آسنک دعوا نہ پرا کاشٹایہ ہنٛدی اَسرار بھاونک آرِ زوے ۔ یہ چھ سنٛزتہ سادِ ٹکھتی مارگیچ پکن واجنس ڈیکہ ٹٕر ۔ اُمِس نِش چھُنہ کانہہ مسلک ٹلِکہِ گوٚرِ یادن ہُنٛدنہ گوٚرِ کر پایہ ہُنٛد الوٚ گرِہ ۔

اُمی شنٛز امریتہ ڈاآلز بیٛلہِ مےٛ سیکہِ صحراوکس تا پلیس منٛز وُچھ مےٛ زن باسِیہ ہرموکھ گنگا آیہ درشُن دِنہٕ ۔ مےٛ دوٚپ غنیمتھ چھُ اگرسانہِ ماتر شکھتی نیشٛدر ژٕج ۔ نہ قلمس دِژکھ زٕلو ۔ اَتھ منٛز ہیکن عروضی مسلہ آسِتھ ۔ مگر اسیہِ چھ یہ کتھ دِیالس منٛز اَنِنہ زِ یٛمہ سانہٕ اَکھ بالکُ کھوٗنج چھُ کران ۔ مالِس ماجہ کوٚتاہ لوٗ چھُ سہ شُرِ سِنٛدان تہٕ ریمن کِنہ کُنی چھ لولہِ رگہ مژرِنہ لیوان ۔

کینہہ شام چھِ اَتھ پوشہ ڈالہِ منٛز یٛمہِ سٕتی باسان چھُ زِ قلم کار

چھ سِرٕ ٹیک مانہٕ ژارلنس لُجہٕژ۔

اَناہد شبدٕچ کرتہٕ زان
گینہٕ ٹاٹھِ بیائتے ہتاوتھ دِیان
سنتوش چاوُن اَمریتہٕ دام
شری گینتہٕ بوٗزِنے یادِ پرٕنام
گوٗرِ دلیوٗ لیٛشرومے ژریٛتے یان
اَندھکارس دِم گاشِچ زان

اناہد شبدٕچ پرٕژے ہتاوِنی گیہٕ سوٗہیچ کل گنشراونک گوڈنیک منزِل۔ اَمہِ پتہٕ نوٗرک ظہوٗر پرٕزناونک یرادٕ کوٗرمُت۔ تمے پتہٕ گاشِچ وندھشا کران۔ तमसोमा ज्योतिर्गमय۔
سنتوش جی پتہٕ کتھن مانے ژارلنس لُجہٕژ۔ شہٕ دوہ پتہٕ ہنہٕ دوٗر بیٚیلِہ یہ سِرن ہئدِس گنجینس تھانہٕ مشراوِ۔

موہن لال آش
دُرگانگر جموٗم ۔ ۴ اپریل ۲۰۰۶ء۔

# ترتیب

# شری گنیشہِ . بوٚی نے پادِ پرنام

ماجہِ پاروٚتے بوٚزنے چاو
گنیشہ جی بیٚیلِہ زنمس آو
بھادِ ناپہِ میانہِ اَن شُبھ انجام
شری گنیشہِ . بُوٚی نے پادِ پرنام

پٔرِتھہِ کارِس چھُکھ موٗلا دھار
ناوِس چاٗنِس چھُ جے جے کار
گاٗشرِاوِ میٚوٗنے گنہٕ زوٗلِ شام
شری گنیشہِ . بُوٚی نے پادِ پرنام

ژوٚترُ بوٚز گنہٕ ناتھہِ درشُن ناد
ٹُکھتِن پیٹہٕ ہِن ووٚنڈہِ شیہلاو
پوٚختہٕ کرِ ہِنڈُسے سوٗرِ خام
شری گنیشہِ . بُوٚی نے پادِ پرنام

ناپہ منٛزٕ پھٕلراوتھ گُلزار
سیدِ داتا وۄنٛی تیٚتہٕ آر
بکھتہِ رسہٕ کی میٚنہٕ چاوتھ جام
شری گنیشہ بوٚی نے پادِ پرنام

ناو چھوٚن آدِ دیو وِگنہٕ ہرتا
میٚہی کُن کرِ وۄنٛی سبُز نظرٕ
سوٚن میۆن گومُت وُچھِ چھےٚ ترٛام
شری گنیشہ بوٚی نے پادِ پرٛنام

اناہدٕ شبدٕچ کرتھ زان
گنہ ٹاٹھِ میانے تھاوتھ مان
سنتوش چاوُن امریتہٕ دام
شری گنیشہ بوٚی نے پادِ پرنام

# دِم گاشیچ زان

گوہر دیلو پشُروے ژہے پان
انڈھکار کاس دِم گاشیچ زان

سمین کوہنم کوتاہ ژھل
ہنی باژی پھِم موکلاوتم
انہٕ گرٹہہ کرنم پھسے پراران
گوہر دیلو پشُروئے ژیےٚ پان

مول ماج میون ژہے بینہِ تےَ بوے
ہنگہٕ چھونت گونت پہنہ پہنہ موئے
دادِ یو نہٕ دوہ کھوے وٕہم تان
گوہر دیلو پشُروے ژیےٚ پان

انہٕ گرٹہہ کر ژھینہِ مایا زال
اَتھ زالس منزٕ چھس بے حال
مکھتی پراونک چھُم ارمان
گوہر دیلو پشُروے ژیےٚ پان

کھِنہ کھِنہ گوہر دلیو سایہ کرتم
گیانہ سیتی لیوڑ لیوڑ ہرونےَ بڑتم
آلوے ترپے بینن ژوتےَ جاں
گوہر دلیو لشروے ژیے پاں

ژانچھ مانچھ کرنہ ژاپہ پاچھ
زہن ہنڈی یم آرسم شاچھ
پاچھ شاچھ کاستم چھس منڈچاں
گوہر دلیو لشروے ژیے پاں

نادن میاہن نھوتم گوشں
منہ عالسلہ پیولہ بھمپوشں
وریژ روزنم سارےوے ونہ واں
گوہر دلیو لشروے ژیے پاں

سنتوشں لیے لبس بیچھ جاگی مامے
پادن بینہ ہن تل ڑم جامے
لوٹلہ ہوتت لول بوشں چھس بہ دکھاں
گوہر دلیو لشروے ژیے پاں

# چھم گلابن مال کرٕہنٕز

ییٚتہٕ دلبرٕ گرٕ سونےٚ دِل پھولہِ ہے میثولوٗ ے
چھم گلابن مال کرٕہیچ سالہٕ ییٚتہٕ ووہِنِ شولوٗ ے

ہی پوشن گونڈی بناوِم ویرِ چانے ژاری ژاری
اُچھ لوسم ونہٕ وُچھان پان لوٗسم پرٲری پرٲری
چھُم تمنا مٲری موٗنڈےٚ ہُتھ بہٕ وُچھہا پوٗتوٗ ے
ییٚتہٕ دلبرٕ گرٕ سونےٚ دِل پھولہِ ہے میثولوٗ ے

اوٗش وسان چھُم دارِ دارے ویرِ چانے اَشرو
روز تم ییٚتھ سینس منزٕ ہی مدا شوست گورو
اسہٕ موٗن موٗکھ ییتہٕ ٲو تم زونہٕ ژلہِ ہے گرولوٗ ے
ییٚتہٕ دلبرٕ گرٕ سونےٚ دِل پھولہِ ہے میثولوٗ ے

کیٚنہہ ونان گنگا دھر وچھی کیٚنہہ ونان گوری شرو
شششی شوٗر کیٚنہہ ونان چھی کیٚنہہ ونان امرِ اَشرو
کیاہ ژھُکہ چھُکھ تٕہ یہ زانان اسہٕ ما وُنہٕ زوٗنے
ییٚتہٕ دلبرٕ گرٕ سونےٚ دِل پھولہِ ہے میثولوٗ ے

آرِ گٕژھِ "سنتوش" گمآہژِ کن تھاوُم پادنْ لگے
یِتہٕ جل جل دِتہٕ درشُن وٕنڈٕہ ہے بوٗ ژٕہ ہے رگے
کاستم ژٕہے سوٗرُ سنتاپ پاپھ گالتم پٕرٕولگوے
یِتہٕ دلبرٕ گرٕ سونئے دِل پھولہِ ہے میٹھولگوے

گنٔے یم ماے

مأجے اُنھم تھٔنزٕرس جاے
گنٔے یم ماے گنٔے یم ماے
ژٕرے نِشِ ہینہٕ کُے چھُم ابرٕ پرٛاے
گنٔے یم ماے گنٔے یم ماے

گِرٕ گِرٕ گگأجنس کرمہٕ لأنی
پٔرھٕ گرِ بہٕ رٔھینس ناوٕن چأنی
ہینہٕ ہِن پادٕن تٕل دِم جاے
گنٔے یم ماے گنٔے یم ماے

سیمین گرٕنس سٹھاہ بے حال
دٕوٕ لنم مایا یہ زِ السَن نال
مأجے کرٕتم موکلن پاے
گنٔے یم ماے گنٔے یم ماے

پسرے اُڑِ ہتس بے فسادوٗ
الماسہ کھوتہ زہریلہ زہلو
روزتم ڈُکھہ ژے کیاہ مےٗ پرواے
گنے یم ماے گنے یم ماے

زمہ زمن ہشدی اِر سر کاس
ماتا گرِ گرِ لشہ ژے باتس
جھپس دآسی چاُنی کرتم وہ پاے
گنے یم ماے گنے یم ماے

مآجے چاُنی چھم مےٗ اِبھلاش
گٹہ مشر انتم مآجی گاشش
ژلہ راو زنمن ہشراسہ ژھلے
گنے یم ماے گنے یم ماے

شہار پھیوُرم تاو تنے
شژاں ببیلہ کورمے ناگہ گنے
شژرآوم مےٗ بیشنی کاے
گنے یم ماے گنے یم ماے

گوپھایہ منثر چانے ژاے
اتھۄ دآرِتھ چھی منگان نیاے بٔ
سنتوشس تہِ کرتہٕ وۄہ پاے
گنٕے یم ماے گنٕے یم ماے ۔

# گوٗرٕ کرِیو

گوٗرٕ کرِیو بیٚتھو شاٹھا
فرٕی یادا بوٗزتم ژٕ ہے

مُکٹس پوٗشہِ پھُیتی جرِیو
سال کرِیو وۄنٛدٕ سرے
جدایہ ہیٛشہِ نٛندٕ شہزادا
فرٕی یادا بوٗزتم ژٕ ہے

تیٚتھٕ ہرٕدیس چھوٚن چھُم ارمان
وُچھتہٕ حال میٚۄن تی گرتھہِ جان
یتھٕ گوٗکل پیرٕ آران رادھا
فرٕی یادا بوٗزتم ژٕ ہے

شوخ میشانی گُتیبہِ کیتی مِتمارِ
ٹاٹھہِ بگواٹہٗ بوزِ میثون زارِہٗ پارِ
تارِ دِیٹہٗ کےُ گوژھتمَ وادا
فرُیِ یادا بوزتم ترے

وَھٹہ للِہ ہشُارِ وِنَران اُنڈری
دِل زولنم ہنیہِ ہنیہِ توٗنڈری
کیازِ موحتاج تھوُثھس سادا
فرُیِ یادا بلوٗزتم ترے

کرمہٗ کھُسرس کرتم سبزرا
بجرا ِ وَونِ ناوتم ترِے
چھےَ "تُسنشوش" لایان نادا
فُرِی یادا بلوزتم ترے

# گنپت جی

آلِس ژِہے کُن بَرِ مُشراو
ٹاٹھِہ گنپت جی درشُن ہاو
انشزان پھِتسے بلوٗ وِپھہ مئے ہاو
ٹاٹھِہ گنپت جی درشن ہاو

دِو ناہن ستیءِ چھُکھ رُلِسھنے
کمُ کمُ تہٕ سیندرا چھُکھ مُلی ہتھے
پرمہ دامگ متے بھاو وُزٕ ناو
آلِس ژِیے کُن بَرِ مُشراو
ٹاٹھِہ گنپت جی درشُن ہاو

جے جے کار چاآلِس دربارِ ہیے
تارِ چھُکھ دِوان ژِہے پرتھ کارِ ہیے
منہٕ مشدرس مشنر چھوٗنے ناو
آلِس ژِیے کُن بَرِ مُشراو
ٹاٹھِہ گنپت جی درشُن ہاو

از تراوِم ووِنی سیٖنز نظراہ
گرٕ ھیٖم من شوٗد سرٕوٕھا
میٖہی لولہٕ یاژن آمُت چھاو
آلیس ژییے کُن برٕ مُشراو
ٹاٹھِ گنپت جی درشُن ناو

لوٗکُ وردھان دِم پھیٖریٖم ھس
لوٗرِ لوٗرِ چھھا آنندٕ رٕس
گیانچِہ وتہٕ کُن میٖتہٕ پکناو
آلیس ژییے کُن برٕ مُشراو
ٹاٹھِ گنپت جی درشُن ناو

گنپت ٹاٹھِشو چھُم بٕچھون بوٗش
ژیے چھُکھ سیرن ہشُد سرپوٗش
میاٗنِس لولس نذراہ تراو
آلیس ژیٖئے کُن برٕ مُشراو
ٹاٹھِ گنپت جی درشُن ناو

گنپت ناوِچ سُمرٕن پھیرِلو
ادٕ بھوِ ساگرس اپوٗر ترٛیلو
سیلہٕ پیٹھس کُن وونی یکناو
آلیس ترٛییے کُن بَر مُشراو
ٹاٹھہِ گنپت جی درشُن ناو

زِگتس پانیَ دِوان پھُکہ تار
راکھِسن کرِان پھُکہ ژٕرے سمہار
پراران آسِی چھِیَ شکتی ناو
آلیس ترٛییے کُن بَر مُشراو
ٹاٹھہِ گنپت جی درشُن ناو

گنپت جی سوٗن یِیِہ کرِسنا
کرِ بوزِ سائیٖ آرادھنا
کرِمتس میانِس نظراہ ترٛاو
آلیس ترٛییے کُن بَر مُشراو
ٹاٹھہِ گنپت جی درشُن ناو

کرمہٕ کایایہ دِتہٕ ووٕنۍ تھفز راہ
کرٕنہٕ سنتوشس سیٖز نظراہ
نِہم غوشہٕ میاٲنی ووٕنۍ مُشراو
آیس ژیے کُن بَر مُشراو
ٹاٹھِ گنپت جی درشُن ناو

# لبسما دھر

اۆش ترٗاوان گئیس بَرِ لولو
کر دیا ہی دیا ساگرِ لولو

لبسما دھر نادن تھاوتم گوٗش
شیر لاگے ہل بیہِ جاہری لوٗش
وونی گرٗھے میٗون زرِ زرِ لولو
کر دیا ہی دیا ساگرِ لولو

وونی سیٹھاہ کال وۄنُم براران
کوٗہ بھو سنٛدِ منٛز چھکھ تاران
بیہِ درشتہ روٗس مرِ لولو
کر دیا ہی دیا ساگرِ لولو

سوٗرے ژیہے ارین کوٗرمے
شیو شیوے دوہ راتھ منٛزے سوٗرمے
دوونی کاستم مرہنی تھرِ لولو
کر دیا ہی دیا ساگرِ لولو

کیا چھم عنبر چھم کو سہ کرہیچ بان
کیاز روزان چھس بوٗ پریشان
شیوٗ شنکر چاڑ میثون کر لولو
کر دیا ہی دیا ساگر لولو

دِنہ میتہ ووڈنی ژے گیا نگ بل
دیوٗ ژےٚ نہ مےٚ میٖل گرتھ جل جل
اکہِ لٹہ ووچھہ بسمادھر لولو
کر دیا ہی دیا ساگر لولو

"سنتوش" دیان چھون دارآمنی
سہز پوشن مالہ کرآئی
تھوٗنہ شیرِ ہتھ مےٚ آخرگ گر لولو
کر دیا ہی دیا ساگر لولو۔

پرنام تس ماجہِ دُرگاے

بوسہ آسہِ وُنی پھے پرٛتھ کُنہ جاے
پرنام تس ماجہِ دُرگاے

گیاہ نہ امر پتھ ماج گلہِ گلہِ چاوتم
درشن دارِ کِنہ بتھ پاوتم
اد روز نہ کینٛہہ سنساہ ٹرٛاے
پرنام تس ماجہِ دُرگاے

ناو پوٗن ماجی کُس اکھ نہ زانے
چون بجرا کُس نہ مانے
وُمبس ماجی چانے ماے
پرنام تس ماجہِ دُرگاے

ژے بوزتم ماج کس ونہ حال
لوٗبہ موہہ کس پھو ولہم مے نال
ژے کر ووڈ ماج میٛون پاے
پرنام تس ماجہِ دُرگاے

وُچھتہٕ چھوٚکھ مێنے لگی مِتی کێنتہٕ
ہتھو اتھہٕ مِہی پیٚچھٹہٕ روزنہٕ ستی ستہٕ
گوٚژھہٕ نہٕ زٕنم مێنہٕ گرٕتھن ہاے
پرنام تُس ماجہِ دُرگاے

انہٕ گٔرٹہِ شیش پنٛجس گاآمتر چھَس
منزٕ گٔرٹہِ ورتہِ منزٕ پیمٕتر چھَس
نیرٕ کیتھہِ ونتم پنہٕ نیٚ دایے
پرنام تَس ماجہِ دُرگایے

اپمالوٚ ماعج بِھنڈرآوس
پنہٕ نہٕو تنہٕ پردلو منڈرِ چھاوس
دِم شکھتی پیٚھنہٕ گرٕتھہِ زایے
پرنام تَس ماجہِ دُرگایے

"سنتوش" ڈیڈِ تل اَمرٕ پیٚھے
کرمَس اَمہِ سِدِس پوٗرٕ راوِتے
کرمہٕ کھُرِ کاسِتس کرِتس وٕوتیاے
پرنام تَس ماجہِ دُرگایے

# گنگا دھارو

کیلاس روزان چھُکھ گنگا دھارو
ہا سادن ہشدِ یارو لو
شنکر بسما دھارو لو
ہا سُترپھن ہشدِ یارو لو

دوُنیا زاآلیھ چھُکھ روزان
کھوُژان بھوت پیریتھ تم چھ ترہران
ناگہ راز چھُے بیہتھ پہردارو
ہا سُترپھن ہشدِ یارو لو

الک بجاوان ییئلِہ چھُکھ نیران
چھُکھ کران بکھتن ژہے اِمتحان
شکھتی چھُے چانی تابے دارو
ہا سُترپھن ہشدِ یارو لو

جیٹہِ چھےَ گنگا ہٹہِ چھےُ واسکھ
ژنڈرمہٕ کیا چھےُ شوٗبہِ دار
پیٚرتھ جابہِ آسہٕ وٗن چھُکھ نژاکارو
نا سترچھِن ہہندِ یارو لو

لیما ملِہتھ چھُکھ ہیر بوٚنہٕ تےَ
دلوگن ڈنڈ وہتھ چھی کران جے
جیٹہِ منزٕ گنگہٕ واچ چھےَ دھارو
نا سترچھِن ہہنٕدِ یارو لو

شِوٕ چاۓ وننتم کیا چھ ہِما
پیٚروہتھ شِکھرن پیٹھ ژٕ رٕوزان
اُمی چھی بنان ادٕ گاش دارو
نا سترچھِن ہہنٕدِ یارو لو

"سنتوش" چھےَ کران زارٕ نہٕ یارو
فوٚطمتر ناو میاۓ بوٚنھ کھارو
زندگی میانہٕ چھےُ ننتہٕ کیا ولٕکارو
نا سترچھِن ہہنٕدِ یارو لو۔

# ییتہٕ کرِ ہے لوٚلہٕ منتہٕ لاے

پھِم گینٛٹرِ مینٛہ چاٰنی ماے ماٰجے
ییتہٕ کرِ ہے لوٚلہٕ منتہٕ لاے ماٰجے
ٲلم دأرِتھ پھِس منگان آے ماٰجے
ییتہٕ کرِ ہے لوٚلہٕ منتہٕ لاے ماٰجے

ژٕ ییٚ اُرٕ ژھٕٹرٕ تلہٕ مُلہٕ بوٚیہٕ تل جاے
میتہٕ کرِتےٚ ییٚنہٕ نے لوٚرِچ ژھاے
ییٚتھ پأٹھی کرٕ میشونٕ پاے ماٰجے
ییتہٕ کرِ ہے لوٚلہٕ منتہٕ لاے ماٰجے

دُم دِمہا بہٕ مالنٛبلہٕ چانے
گیاتہٕ امرٕ ییتھ ترٛاوتم ناگہٕ وانے
لوٚلہٕ کرٕ مِس مینٛہ ہُریم آے ماٰجے
ییتہٕ کرِ ہے لوٚلہٕ منتہٕ لاے ماٰجے

ژنگہ ژنگے ڈا جنس سنسارن
گرِ سو رِی سو رِی بیتہ نا سے کیشہ لاارن
ارِ اُنی ہس کرمیثون پاسے مآئجے
بیتہ کرہے لوژلہ متہ لاسے مآئجے

ڈاآئھی ما نا شیرس چھکھ سوآری
اُچھ مِنے لوسم مآئجے برآری برآری
کرپلوِ ننر سون ثرے دھار مآئجے
بیتہ کرہے لوژلہ متہ لاسے مآئجے

مآئج آلیس چپانہِ ڈیڑِ تل شرنے
گلیِ گنڈِھ تل پادن پیر نے
بھاوِ چپانے ہلج آشی ددِراسے مآئجے
بیتہ کرہے لوژلہ متہ لاسے مآئجے

زو وو نیرہے مآئج چپآئیس پادس
لج ڈُنزِ تیا بھاوِ کِس ناگہ رادس
دِم مِنے ثرزن تل چھپن جاسے نمائجے
بیتہ کرہے لوژلہ متہ لاسے مآئجے

چاڼِ ڈیڑِ تل یِتھی چھُم گرٛھان شۆدمن
حال میٹونٕ وُچھِ چھس نیس لۄو زن
لنگہِ لنجیہ میأنہِ کرتہٕ وو یارے مآجے
یِتہِ کرِہےَ لوٚلہِ متہٕ لاسے مآجے

مآج آیس خالی اتھہٕ ناوان
کیأ بہٕ اپزٕ ہےَ ڈالی تےَ چھسَ منٛزچھان
زُھری چھِ "سنتوش" چھسَ تھقرا سے مآجے
یِتہِ کرِہےَ لوٚلہِ متہٕ لاسے مآجے

# شِو شنکر

چھَم نو پتاہ کیا چھُم تقدیر
شِو شنکر چھَس آمژ گیٖر
ژہے رۆس ونہٕ کٔس پننی سیر
شِو شنکر چھَس آمژ گیٖر

بُجھژ چھَم وُچھ آشی دارے
دِکھنے درُشن پان مارے
کٔس ونہٕ ژیے رۆس پننہٕ نےٚ سیر
شیِو شنکر چھَس آمژ گیٖر

رأتی راتس چھم نہٕ نیندرٕ لوان
أندرِ مین دادِین وُٗلی چھَس دِوان
سینس پیٹھ چھم زلِ بٔڈ سیر
شِو شنکر چھَس آمژ گیٖر

زِندگی دوٕلۍ چھم چھِنٛدٕ یمتٕر
زٔنگہٕ زٔنگہٕ چھَنس بہٕ منا چھاوٕمتر
منہٕ کِس شٕدرس منٛز چھَس گیٖر
شِتو شنکر چھَس آمٕتر گیٖر

ژٕ سے میٖون موٗل مآج بیٚنہٕ تہٕ بوے
واٹہِ واے کاسِم بھاوِتم سیٖر
لوگمُت ہردیس چھُم میٚنے تیٖر
شِتو شنکر چھَس آمٕتر گیٖر

ژٕ سے وَن وٕلۍ کوتاہ بہٕ ژالے
بَرِنہٕ آیہٕ صبرکی میٚنے پیالے
داوَس واتِتھ آمٕتر بہٕ گیٖر
شِتو شنکر چھَس آمٕتر گیٖر

ژٕ سے نیٖتھر دارِونہٕ سورٕ میٚتو
وُنیتم ژھانڈ وولۍ بہٕ گیٚتو
سنتو شرنہٕ ناوے رٹھ ووٕلۍ زیٖر
شِتو شنکر چھَس آمٕتر گیٖر

نٟرِ ننٛھر دارِ وِنہِ سوٗر منیو
وٕنتم ژھانٛڈٕ ہنہٕ وولِ بہٕ کیتیو
ژٕے میٛون گوٚرِ تےٚ ژٕے میٛون پیٖر
شِیوٕ شنکر چھُس آہنٛز گیٖر

اٚپھٕتے میانٛن گُنہیہِ کِنہِ پھُلی
اَزٕ ییتہٕ چھلہٕ ناے یٕپے کھوٚرٕ پھُلی
نھالس شیٖرے لُڈٕی یوٚرِ یتہٕ کھیٖر
شِیوٕ شنکر چھُس آہنٛز گیٖر

پاپھ شاپھ کاسٕتم ووٗنی پانے
گنگہِ زلہٕ سیٚتی کرِتم شرانے
رٲگنیا چھِہ میٲنی لیٖشٹ دیٖلو
شِیوٕ شنکر چھُس آہنٛز گیٖر

"سنتوش" چھےٚ ونان ویلہٕ تےٚ زاری
وٲلنا یٖم سٹھاہ پرآری پرآری
ژٕھٹتم سمسارٕچ زنجیٖر
شِیوٕ شنکر چھُس آہنٛز گیٖر

# میٹھہٕ دِتہٕ بھوٚسرٕ تار

کوشلیایہ ہشُد اَچھ گاش
راژٕ دشرتھسے چاآنٛز آش
ژٕہے دِتُھت کیتہٕ نٕ پاآپن تار
شری رامہٕ میٚ تہٕ دِتہٕ بھوٚسرٕ تار

کرٕ کیا ونہٕ کیا بوزہم کُس
سماژٕ شرمنے ژونٛم مُس
پاپنہٕ بآری پھم شانٕن بار
شری رامہٕ میٚ تہٕ دِتہٕ بھوٚسرٕ تار

زٕنمس بِہنی کوٗزٕم ژھیوٗٹ تےٚ شروٗژ
تامس بوزنٕ میٚ اَچھتے بِبیوکھڈ
درمگ کوٗزٕم نہٕ زاہنٕہ تہٕ وہژار
شری رامہٕ میٹھہٕ دِتہٕ بھوٚسرٕ تار

شری ثیأنی خام چھی نادان وأنس
اڈ ییک پان ہیتھ پھم کرمہٕ لون
کیٛتھ کرٕ دھیان چون پھم نہٕ موکھار
شری رامہٕ میتہٕ دِتہٕ بھوسرٕ تار

آدیش دِتھنے پِتا جیین
ڈنڈک ون روز ژودہن وری ین
سنتان او سکھ سیوا کار
شری رامہٕ میتہٕ دِتہٕ بھوسرٕ تار

ژودہن وری ین کوٗرمتھ ریشو ولپو نار
مأریتھ راکھس دأریتھ ژہٕ اوتار
ستہٕ کے رِوٗدکھ ژٕ پالن ہار
شری رامہٕ میتہٕ دِتہٕ بھوسرٕ تار

دوکھ زد کوتاہ سوٗر سمسار
امہٕ منتر پانے بوٗزتھ میے کھار
لوکچار موکلیو ییٛنہٕ نے آر
شری رامہٕ میتہٕ دِتہٕ بھوسرٕ تار

"سَنتوش" چھےَ کران زارِ تہٕ پار
یِمن لولہٕ نادن کن ژٕرے دار
دوٕدریمتِس بیٚیہِ اَنتم بہار
شری رامہٕ میٚنتہِ دِتہٕ بھَوٕسرٕ تار

## گوکل کے نا متانےَ

دِتہٕ درشُن ہی بھگوانےَ
بوٗزٕ گرٕھس ہٕر دیلوانےَ
گوکل کے نا متانےَ
دِتہٕ درشُن ہی بھگوانےَ

شری کرشنہٕ آلیس بہٕ پیٚنہٕ تھے
مایاۂ یہٕ منٛز ہِس ہٕریمی تھے
گیانٕہٕ امرہٕ تھٕ چاوتم پانےَ
دِتہٕ درشُن ہی بھگوانےَ

بھوٗ سدرس تارِ میتہٕ تارُم
بورٕ پاپن ہُند نکھٕ والُم
چارٕ کرتم وندٕ سے بہٕ جانےَ
دِتہٕ درشُن ہی بھگوانےَ

نِہتھ یِمبو چانِس مشدرس
اِدٕ پوٗزا کرٕ شامہٕ سوٗندرس
پان پیتہٕ زٕیے وُچھس بہٕ پاآرانے
دِتہٕ درشن ہی بھگوانے

بسِل تہٕ مادل اَنِیم چانہٕ ویرے
بجیہٕ آشایہٕ لاگے ژٕرِئے شیرے
لولہٕ پوشن کرے دستانے
دِتہٕ درشُن ہی بھگوانے

اَنگہٕ وستر ژٕرِئے پیتامبرے
موغتہٕ چاٰنِس مُکٹس جبرے
جال ہرِ دیکُ وُچھ دیا وانے
دِتہٕ درشُن ہی بھگوانے

پانہٕ لوٗڈِھیوکھ ژٕرے "ارزٕ لینے
لولہٕ گیتا وُنی تھس کینے
وَنتھ تاو مُتھ پاٰٹھی پانے
دِتہٕ درشن ہی بھگوانے

ییتہ سنموٗکھ ٹراونم نظراہ
دیوٗ بہنہٕ ہیم کرمس مِنٛے سزراہ
یِنہٕ زنمبے گرٹھِ واآرانے
دِتہٕ درشُن ہی بھگوانے

زنمہٕ زنمک کھوٗتمُت بورُمے
پُشرومے از ژیے سوٗرُمے
یوگہٕ سادھنایہ پُشرُم پانے
دِتہٕ درشُن ہی بھگوانے

ڈیاں یِچونے وِزِ وِزِ داڑے
شرن آیس ژیے بو پزارے
کرتہٕ اتھہٕ روٗٹ بہٕ کیاز انے
دِتہٕ درشُن ہی بھگوانے

آسی دڑوبیتی ناوِیون سوٗرانے
لاج رُٹھِتھس کِیتھ پاٹھی پانے
بھاوُنٛ "سنتوش" سنتوشہٕ سانے
دِتہٕ درشُن ہی بھگوانے

## از بوزتم وسیلہ تےَ زاآریے

اد لایانْ پھسے ترہےٗ پیروٗت تاآرے
از بوزتم وسیلہ تے زاآرے

دوٗر مِتہ گرتھتم ہی راژ راآتی
مِےٗ پھِ ترہے عہ ستی وادِ پراآتی
از بَرہٖن مُشراِو تاآریے
از بوزتم وسیلہ تےَ زاآریے

نیاے کرہکی چھسَ آنترِاوان
دگ اُنڈری چھسَ للہٖ ناوانْ
کاس ارِ سَر یہَ لگے پاآریے
از بوزتم وسیلہ تےَ زاآرے

خبر زاہتہٖ ما کاآلشِ مِےٗ گیولمُ
سمکھیوم سیّلہِ ادِہےَ ترِیومُ
تتنہٖ اوٗشِ چھمُ ہیترِ جاآریے
از بوزتم وسیلہٖ تےَ زاآرے

کرأے کرہنی چھس بلہٕ ناوان
گدٕی بدنس چھس گنزراوان
بلہٕ راوتم چھوکھ مےٚ سأریے
از بوزتم وہپلہٕ تےٚ زأریے

چھس بہٕ سنتاں مۆرکھ ناوان
ژہے رۆس مأج چھس بہٕ کھوژان
مُشراو از برہنن تأریے
از بوزتم وہپلہٕ تےٚ زأریے

پیانہٕ دربارہٕ کأہنہٕ ڈراو نہٕ خأری
مےٚ تہٕ از کینہہٕ دِتمی ڈأری
دوہ لۆس پیانہٕ دربارہٕ پرٕاوریراری
از بوزتم وہپلہٕ تےٚ زأریے

وہنہٕ پوش لاگےٚ ژٲری ژٲرِے

ناوس پھٲلِس لگےٚ یٲرِ یٲری
وہنہٕ پوش لاگےٚ ژٲری ژٲرِے

ناد چھس لایان بَرِستل گدا
اکِہ لٹہِ بوزِتھ گژھتم سدا
بگھتن چھکھ نا کران ژےٚ یٲری
وہنہٕ پوش لاگےٚ ژٲری ژٲرِے

پھلِہ پھلِہ سونبراوِم موکھتہٕ ہار
وارہٕ وارہٕ شوبہٕ وُن بنہِ موکھتہٕ ہار
بگھتہِ بھاوناہ ژراوے نالِے
وہنہٕ پوش لاگےٚ ژٲری ژٲرِے

اکِہ لٹہِ شوٗجی سون یِتہٕ سالش
کھیر کھنڈ پوٗری ہا بَرے تھالس
انیوو اُچھو کھیاوتھ بہٕ سارۍ سارے
وہنہٕ پوش لاگےٚ ژٲری ژٲرِے

پَرَ منہٕ پاوتم روزنم سالیس
شُہلا بنہِ ہے مِنّے نارٕ تاوس
نیٚترن چھُم گومت نوٗن مینہٕ ہارے
وہنہٕ پوش لاگے ژاآری ژاآرے

بگوانہٕ پانے مُچھکھا زانہٕ وُن
ونتم ٹاٹھیو کیا خطا چھُم
دکہٕ زد گیٚسے تاآری تاآریے
وہنہٕ پوش لاگے ژاآری ژاآرے

ہی ہُتھری برٕ گاہتر پراآری پراآری
لادن ہُتونم بوزتم زاآری
سونچی سونچی چھم پھیلن وُتھان کرارے
وہنہٕ پوش لاگے ژاآری ژاآرے

اُچھ چھم اَنہٕ تے کوٹھی بے حس
اُنڈریم دادی ژہے روٗس ونہٕ کس
رٕتر ونھ ہاوتم سپٹھاہ بُجم کھارے
وہنہٕ پوش لاگے ژاآری ژاآرے

شُرِی تے باَژ میاَلی ڈرایہ باپاَری
باپار گوژکھ میاپنن بھاونایَن
وار وِتہِ تھاوکھ پیتہِ جایہ ساَرِیے
وہِنہِ پوش لاگے ژاَری ژاَرِیے

آش چھم گاش اَنتم گیہ مشرِیے
وَنِدہ تاے سو مُرے تن من نِہ پُران
واَلش گیہہِ کران ییے اِنتظاَرِیے
وہِنہِ پوش لاگے ژاَری ژاَرِیے

"سنتوشس" بوز وہیلہ تے زاَری
پاپنی کھتمتی چھم باَری
پوُزایہ میانہِ دِتہِ گوڈ انواَری
وہِنہ پوش لاگے ژاَری ژاَرِیے

# اسہِ آمُت لول

اَسی پیمِتھ دوٗر اسلہٕ گوٚو یُتر کال
اسہِ یاد پیوان تُلہٕ مُل وِشال
اسہِ گومُت اُنڈری جگرس ہول
اسہِ آمُت ماجہِ کشیرِ ہنٛد لول

اسہِ پھرِتہٕ رگن ووٗنی سُے شہجار
اسہِ یاد پیوان سُے پرُون لوکچار
اسہِ یاد پیوان ٹُھمی رِشی استھان
اسہِ وُنہٕ بُتھِ پرزھ کاہنہٕ انسان

اسہِ گومُت اُنڈری جگرس ہول
اسہِ آمُت ماجہِ کشیرِ ہنٛد لول

اسہِ برٲنتی گرتھان کوٚنگہ واڑن ہنٛدی
کولہٕ بہتھنے ہنٛدی سبزارن ہنٛدی
مآری مُنڈِ نے گامہ شہارن ہنٛدی
پوشہ ینہٕ نے بیہہٕ گلزارن ہنٛدی

اسہِ گوٗمُت أنٛدرِی جگرس ہوٗل
اسہِ آمُت ماجہِ کُشیرِ ہُنٛدلوٗل

# ماتا گرِ گرِ اَسہِ رچھتَے

ڈلسَ مشٕنرِ پمپوش شولہِ ماران
نِبِیبہِ نِبِیبہِ ہانٛزٕسَ چھُے ژھاران
شارِکا دیوی چھُہ پوٗزِ پراران
میلِ گژھِ ہیس تس ستی میلیس زے
ماتا گرِ گرِ اسہِ رچھتَے

گنگہِ زلہِ یان چھُم لوٗ مُتے
ویرِ تمیٚ سٕنٛزرے چھُم سکھر وٗ مُتے
اتھٕ چھیٚنی چھس مگر منٛزٕ چھاے
ماتا گرِ گرِ اسہِ رچھتَے

روز تےٚ ماجے اسہِ مہربان
وہنتی سانٛین آستے بوزان
بڑِ دربارِ ووٚنی بَرَ مُشرتے
چانہِ کرپایہ ماج پرآران چھسے
ماتا گرِ گرِ اسہِ رچھتَے

ستہٕ پچے وتہِ بیٚٹھ یکہٕ ناوِتم
لیٚشہِ لوٚد چھس ماج وِتھ ناوِتم
ماتا کا ستم منہٕ کٔرے بھے
ماتا گرِ گرِ اسہِ رچھتے

منے ہے ماج روزان چانی کل
انہِ گٹہِ پرکاش انتم جل
ناحقے پالَس اوسُم غرور
وونی متے ثراوتم یوتاہ دور
پردیس مہائِس ماسے چانی چھے
ماتا گرِ گرِ اسہِ رچھتے

ثرِ سے میثوٚن موٚل ماج ثرِ سے گوڑ چھیم
نکھہِ بیتہٕ ماج سے کیا گژھی کم
انتاکرنٔ منے ماسے چانی چھے
ماتا گرِ گرِ اسہِ رچھتے

ناگس پچائنس دِمہ پیرکرم
پاپن نہ شاپن ٹھیپھ ووپھِرِ ہیم
مایہ چانہ دوپ دیپ دوہ وبھاوے
ماتا گرِ گرِ اسہِ رچھتے

شیلا بہاتھ پھکہ تخنتس
بکُھتن اتھِ ڈال ووڑی بجتش
سارِنے راکِھسن کرتے کھِے
ماتا گرِ گرِ اسیِ رچھنے

موُرکھ چھس ماتا اوش بہ تراوان
سوری سوری چھس نا ووکھ پراوان
ازچھے سورے ژیئے لُپشران
اوُم اوُم پرِتھ دمہ کنٹھس ڈرِراوے
واسنایہ ژھل ووڑی مُشراوے
ماتا گرِ گرِ اسہِ رچھتے

کتہٕ کِتہٕ پیٹھہٕ چھی ئِکھتی لوان
سارِنٕے فرٕو یاد ماجہِ بوزان
کرٕ چیچ رٕکہ چھکہ ماجہِ شیران
ماتا تھاوتم ڈیکہٕ ڈُنبی شُشے
ماتا گرِ گرِ اسہِ رچھتے

کیتیو آسہِ از وٕرتھ دوٚرمُت
شرٕان تےٚ سندھیا تپ کوٚرمُت
درشُن دِوان اد ماجہِ چھے
کینشرٕن سازٕ سنتوٕرچ لےٚ
ماتا گرِ گرِ اسہِ رچھتے

بھاوٕ ہیموٗش ہیتھ چھَس بہٕ ثرٕاران
گرِ گرِ اُدیچی لےٚ گاشٕران
ماتا ساگرٕ ترٕیہٕ پیتا چھے
پالس ستّی ماجہِ کرتم لےٚ
ماتا گرِ گرِ اسہِ رچھتے

ماتا بہٕ نےَ چھسَ نہٕ کُن وٲتان
چیٚنٛدرِ پھیٚنی گرٕزھِ کوٚت چھسَ منٛدِ ژھان
ژٕرِ کاو وارِ وارِ کھیٚنتھ چیٚتھ گیٔی
سَنتوشَس تھوٚوِ ماتا زرےَ
پٔرتھ وِزِ تھاوِزہِم بانٛن وےَ
ماتا گرِ گرِ اسہِ رٔچھتےَ

# کیٚشہٕ پار

مایہِ بٔرنم گولنم ازٕ بٮ۪وٗر مل
جاے دِژنم ست گورٕن مےٚ دارِ تل
سایہ کوٚژنم ازٕ مےٚ واٰیمَس لولہٕ تار
چاٰولنس ژٕمی گنگہ زل بو دار دار
شیٖرِ لاگس بھاٰوِ گوسم لولہٕ پوٗش
ازٕ مےٚ نھاوتم پانٕہ نادن وارِ گوٗش

لولہٕ امرٕتھ وارِ بیٚنہٕ نےٚ چاوِ بے
پانٕہ جرٕم بکھتِہ بھاوِکی لال مے
ساٰری ژراوِتھ ژٕم تہٕ مکرے بیہِ وِشاد
نٮ۪تھ چھلس بہٕ لولہٕ وانے پوشہِ پاد

کیٚتہٕ بہٕ اٰلیس کوٚت گژھُن چھُم
وتھ مےٚ ہاوتم پانٕہ ژٕ ہے
گومہِ ییٚر کال ژھانڈی ژھانڈی
ووٚنی متہ دِتم دوٗل [illegible]ہے

ہول گوٗمُت چھُم مےٚ اُنڈری
ناو درُشن مےٚ شامہٕ سوٗنڈری
دِتہٕ درُشن انتہٕ سانٛی انہٕ وآرِیے
چانہِ ڈیڈِتل آمِتہٕ ننہٕ وآرِیے
وہنہٕ پوش لاگےَ ژآری ژآرِیے

میون
زگت امیا گرٕھتنہٕ بوزِتھ کرِتہٕ کیتھہٕ چارہٕ
چھَس بہٕ بیکس نا دلایان شیرتم وۆزِ ازلہٕ لوٗن
یاد لوسم ییرآری یرآری شاپھ کاسِتم سیارِیے
چھَس گُنہٕمژ گیرِ والتم وۆنۍ ساآری باپتھی یآرِیے

# واکھ

دوہلی ہیوٚتُن شام گرٛتھُن
ٹرن ہیوٚتُن وہرِ سمُب موٹرُن
شالہِ لۆنگن باسیوم وُٹرن
اُتھۍ منز ژٔژرُن پیشوم

ژُھنجہِ پٔرٕو پیہٕنیہِ سبزارَن
اِدٕ گُلزارن پھوٚلۍ لوٚر
سأری پیٖہن لارِن لارن
پٔرارِن پٔرارِن لوٚسُم دوہ
پیہِ کرسنالِسَ پھِسَ پٔرارن
پٔرارن پٔرارِن لوٚسُم دوہ

ستن کوٚرُم اتھہٕ روٚٹ
اُچھن ژوٚلُم انہِ گوٚٹ
سِرپھن لِنشہِ بچھوُم پان
بُمہِ سینہٕ آسم پٔراران
بِچھنہٕ ژٕوٚہم سوٚرُے پان

داوِ داوِ کوٚتمُ ین
تمہِ سنتی گوٚنڈمُ بینَن من
بینَن باسیاۤم کھین کھین
پھُلیتھ آیم کپس زَن

ریشی وارِ اندر ریشی مالِنی نظر
للہِ واکھن ہُنڈ ٹاکارِ اثر
کتہِ شُنڈ ریشنیُ پیٚیے ملزار از
کتہِ حبہٕ خوتونہِ ہُنڈ انہار از

تارکھ نبس پیٚ کیاہ گوٚو
لوٚکھ دپان اوٚبرن کھوٚو
ییٚنہٕ گوڈھ گرزھُن تی گوو
کٔرزے اُلوٕ بینٛنی زلوو
ادٕ سوٗرے سوٗزلوو

## بوز ویلہٕ زار

پیٚیرِ چھس گاٹہٕ کَتہِ چھُم تار
پتھ پھیرُنس دَیہِ چھُم نہٕ وار
پیرانٕن ہیٚمہا اَکھتہِ باوٕ آگرے
وسہٕ ؤن رۄزتن گیانہٕ ساگرے

گنگا رٔوِلی وسہٕ ؤُن گیان
موٚہتھِ پھۄل پیٚنہٕ کرِتا دان
پیٚیرِ چھس گاٹہٕ کتہِ چھُم تار
پتھ پھیرُنس دَیہِ چھُم نو وار

ساتھ چھُم چاٹٕنی تھاوتم گوش
ہوش دِم کرِتا بہٕتہِ بول بوش
آبِس ژٕرِیے لِشہِ تاوتم گاشا
مۄرکھ بوزٕ میانہِ ؤزِ گیانہٕ پرکاشا

دِم وردھان زٕرے مۄکھشہِ دھامکُ
گژھ زۄل وُنہِ چھُم بُتھہِ شامکُ
لگیوٗ پادن دِنہٕ مۄ عیٖس
سنتوٗش آنوٗ گرٕہس پرٲران چھُس

# دھرمہ پرکاش ناو

منٛسے گنٛڈ کوٗرُم آمہٕ ییٚنہٕ سیٛہاتھ
سِریہٕ پرکاش اَتھِ آم لیٛوکھ
وۄدِ ژٕرِنیٚ رٲچھ کرٕم پانے
کمہ گوٗرِ وانیٚ ژھانڈتھ ژیٚ

ڈٔلس منٛز کھیلہٕ وُتھرا آسس
پھولوٗلِ سوزی تُھم ژیٚ بیہوش
وُزنیا دِژ تھم بھاوِ ناگرادس
ووٚلِ وادِ پوٗرِ گژھنس کیا تار

ناوِ چانہٕ روٗس میٛلہٕ کس مُکھتی
درشنہٕ چانہٕ ژلہٕ ہیٚم سأرے سنٛختی
پھولٕم ٹکھتہٕ بھاوِکی پوش
ییتو گوپالو چھس مدہوش

یٔمنٛز سنٛدِ زالہٕ کیٚتھ موہ کلے
اکھ پھون ناو چھُم گرِ گرِ زے
ادِ منٛگہٕ گیانگ ساگر لِتس
شیٚے چاوِ سنتوشس آشا رس۔




"लव इच प्रवु" कवयित्री प्रेरणा का प्रथम कश्मीरी संग्रह हैं जिसमें देवनागरी एवं नस्तालीख़ में २१ भक्तिपरक वचन गीत संकलित हैं। कवयित्री के इस पहले प्रयास को सहज भक्ति भाव की दृष्टि से देख–परखा जाना चाहिए। कश्मीर की काव्यधारा में हम भक्ति के जिस समन्वयवादी दृष्टिकोण को देखते हैं, उसका प्रतिबिम्ब हम इस संग्रह में भी पाते हैं।

साधना के इन क्षणों में उसे जन्मभूमि कश्मीर की भी याद आती है और वह ईश्वरीय सत्ता से आंतकवाद रूपी अंधकार को निगल कर नीलकण्ठ के रूप से प्रकट होने की प्रार्थना करती है। वह देवभूमि पर राक्षसों के रूप में पनपें आंतकवादियों का संहार करने के लिए ईश्वर से गुहार लगाती है। उसे आशा है कि एक दिन तपोभूमि कश्मीर में भोर की किरणें प्रकाशित होकर यत्र–तत्र–सर्वत्र जगमगा हो उठेगी। यही कवयित्री का आशावादी दृष्टिकोण है।

भाषा के प्रवाह और वचन गीतों की गेय शैली को अधिक धारधार बनाने के लिए कवयित्री को शब्द साधना में भी प्रवृत्त रहना होगा। उनके इस प्रथम प्रयास की सरहाना करते हुए आशा की जानी चाहिए कि वह भविष्य में भी इसी तरह पाठकों को अपनी सृजनात्मक प्रतिभा से परिचित कराती रहेंगी, भविष्य की सम्भावनाएं महान हैं।

**डॉ. महाराजकृष्ण भरत**




# कवयित्री का जीवन वृत



18 जनवरी, 1953 को कश्मीर के बारामुला जिले के कछुआमुकाम गांव में एक मध्यवर्गीय परिवार में जन्मीं श्रीमती संतोष पण्डिता को यह कहां भान था कि बीसवीं शताब्दी के अंतिम दशक में उन्हें भी अन्य कश्मीरी पण्डितों की तरह अपने पैतृक घर से पलायन करना पड़ेगा। यद्यपि बचपन से ही वह कुशाग्र बुद्धि की थी पर सामूहिक परिवार और कम आय के कारण वह स्नातक स्तर की पढ़ाई पूर्ण नहीं कर पायी। उनका विवाह बारामुला के ही निवासी श्री ब्रजनाथ पण्डिता से सम्पन्न हुआ। उनके दो पुत्र तथा एक पुत्री हैं।

कश्मीर से विस्थापन के बाद उनके परिवार ने नगरोटा (जम्मू) के विस्थापित कैम्प में शरण ली। 1990 में वर्षा ऋतु का कहर जब विस्थापित कैम्प नगरोटा पर भी टूटा, तो इस बस्ती में अधिकांश तम्बू ढह गए, घरेलु सामान बह गया। उस दिन श्रीमती पण्डिता के भीतर की वह निर्भीक और ओजस्वी कार्यकर्त्री जागी, जिसने अपने समुदाय की इस दयनीय अवस्था को मुखरित करने का प्रयास किया, कश्मीरी विस्थापित संघर्ष समिति का गठन कर समाज को संगठित किया तथा सरकार और प्रशासन के समक्ष अधिकारों की आवाज उठाकर इस आन्दोलन को अन्तिम परिणति तक ले गयी। यह उनके व्यक्तित्व का एक पक्ष है।

श्रीमती संतोष पण्डिता, जो पण्डित संतोष प्रेरणा के नाम से भी जानी जाती है, के व्यक्तित्व का दूसरा पहलू यह है कि वह हिन्दी तथा कश्मीरी में सृजनारत है। सामाजिक कार्यकर्त्री से कवयित्री तक के सफर के मध्य श्रीमती प्रेरणा ने एक गृहणी के धर्म के साथ–साथ अनेक सामाजिक दायित्वों को निभाते हुए जीवन के कई उतार–चढ़ाव भी देखे, पर लेखन से कभी अपना नाता नहीं तोड़ा। कवयित्री प्ररेणा ने विस्थापन और आतंकवाद की महाविपदा पर भी लिखा, साथ ही आशा और निराशा के क्षणों में भक्तिपरक रचनाओं का भी सृजन किया।

**प्रकाशक**